صرف دون صفن چھ لیکھتھ تہ تیمہ پترتھ سٹر الف سیتی چھے شروع گژھان
ظاہر چھ زِ امیک پترِ صفحہ تہ چھ الف سیتی ترونہ یکان۔

منے تور فکرِ زِ اتھ مولس سرمایس چھ سیٹھے کم ہرِ ریدِ مت۔

جنرل سیکریٹری ایملنڈو ڈے (AMLANDU DE) صابن دیت منے ییمہ کتھ
ہند یقین زِ سوسائٹی ہینیہ کشیر ہندس تاریخ تہ کاشرس ادبس متعلق ضرور
دستیاب کتابہ ملی۔ یور واتتھ سوزِس منے اکادمی ہند کتابہ فہرس تہ یہ چھے
خوشی ہنز کتھ زِ تمو منگہ ناوِ ییتہ پیٹھ کینہہ کتابہ۔

یہ کتھ چھے پیٹھ لایق زِ گریرسن سنز تیار کرمژ کاشر انگریزی
ڈکشنری تہ دِچھم اتہ محفوظ۔ امی ادارن چھ بیہ ہکٹس لایق کام کرمژ یوسہ
کاشر زبان تہ ادبس منزِ کتہ کنِ ہیکون ماننتھ۔ سو دِلہ کام کرنک اندازِ گژھ
یورپہ زش ہیچھن تہ کیاز ہندوستانی زبانن متعلق زیادِ تر تحقیقی کام چھے یمو
کرمژ۔ بالادستی حاصل کرنک ساری کھوتہ پایہ کھود گاٹہ جار چھ یہ ہیوے۔

فائن آرٹ اکادمی ہنز مصوری ہنز نمائش وچھنک تہ آم موقہ۔ یہ
اس سیٹھے شاندار نمائش۔ یتہ زیریاٹھو ترتیب دِنہ آمژ۔ ریاست جموں و
کشمیر کہ طرفہ اوس اتھ آل انڈیا نمائش منز اکھ ماڈرن کرِل مصورِ شامل
سیدمت۔ تہ ٹس گو جو مہ صوبک کیوشن کمیر کراف سیکشن اوس ینہ مقدرِ
موجوب کشیر امپوریم والیو سجومت۔ اتہ اسے خطاطی ہندی کیتہ نادر نمونہ تہ۔

تتہٕ کیٚن لوٗکَن چھِنہٕ ساٲنی وَنن گٲمتٕ زرا۪ہ گژھِتھ پزِتھ کانٛہہ چیز اخبار، کتاب
بیتر سوٗرِے مُفتے آسُن۔ میٚنے ییٚتی اتہٕ پزِتھ مصوٗری ہُنٛز نمائش ییٚتھ کیٚلاگ
مٕلی۔ تیٚتے کٔنہ ییٚتہٕ کُنہ باقیو ییٚتی۔

ہندوٗستٲنۍ تہذیبس پیٹھ چھُ اِسلامِک اثرو نوٗن تہٕ تاکارٕ ییمِکۍ نشٕ نہٕ تہٕ
گٔنٛز آثار مسجد، مینار، زیارتھ، قلعہٕ، باغ، سڑکہٕ تہٕ کیٚنہ یادگاری عمارژ چھِہ
ہمن منٛز تاج محل جوٗرِ رٕوُس چھُ۔ یُنہہکیٚن عجائبات منٛز اکھ تہذیبٕ
چھہ کمالہٕ زوالُک وقت گنٛڈِتھ۔ کینٛہہ تلخ تارٲخی پزر چھہ عقلہٕ وژان پوٗز
دِل چھِنہٕ مانان۔ یہ اندری دُ جوٗدِ کٔٹھٕ ٹم ہمہٕ نہٕ زاہ۔ یہ ہمہٕ تیٚلی ییٚلہٕ
سارِی اِنسان ییٚتھ کانٛہہ تہذیبی اِنقلابن ہُنٛد دیت اِنسانیتُک مولُل
میراث مانٕتھ زرٕہر تقبول۔ نتہٕ گوٗوسیاسی مقصد برآر ہی باپتھ وقتی
رواداری ہُنٛد دم دِنُن، یم تہٕ پوشہٕ وزِ چھُ۔

کلکتہ ہنٛزِ "مسجد ناخدا" اکھ کُتبہٕ تلہٕ چھُ نشان زِ یہ چھِ ۱۲۲۴ھ ہس
منٛز بناونہٕ آمٕژ۔ کمی بناوٕ تہٕ چھِنہٕ اتھ کھینٛتھ۔ یتھ چھِے صاف زِ یہ مسجد
چھِنے ہند۔ اِسلامی (INDO-SARACENIC) طرزِ تعمیرچ یادگار
اَمہٕ کس تعمیرس منٛز چھِنے دوٕنوٕ پرٕچ چیزٕ کُنہ وَرتاونہٕ آمٕژ۔ اتھ چھِہ شیٚتہٕ تاجی
میٖر تھٔنزِ مینار کھارِتھ تہٕ داہ ساس لُکہ ہیکن اتہٕ ہیکہٕ وقت نماز پزِتھ۔
ٹیپوٗ سلطانٕنۍ مسجد واتِتھ، نماز پرِتھ موٗ نگم خوداین زِ شہید ٹیپوٗ سُند دِل

جگرہ کرتھ اَسہِ سارِنے نصیب یُتھ اُسی تہٕ کارٕ کھُر تھاوِتھ زِنٛدٕ روزُن
یِیِچھ ہیو۔ مسجدِ ناخوداہِکُ کتبہ چھُ یِتھ کنٕہ، قربان احمد صابٔن کھُونٛدُت۔

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ

قال اللہ فول وجہک شطر المسجد الحرام

چوبہ تائیدِ خالق کونین

شد بنا مسجد ہمایوں فال

بہرِ سالِ بناش گفت سروش

خاص عبادت گاہ بہ جاہ و جلال

کندیدہ:۔ قربان احمد:۔ ۱۲۰۴ھ، قدسی

یِمَن باقے جایَن ہٕ واتھ ہیٚوکُس تُمہٕ چھے:۔

باغِ نباتات:۔ (BOTONICAL GARDENS) یہٕ چھُ ہُگلی دریاوٕ بٔٹھِس
پیٹھ سیٹھاہ خوبصورت تہٕ دلکش جاے۔ یہٕ چھُ زٕ ہتھ تہٕ ترٛتٕہٕ ایکٹر
زمینَس پیٹھ پھیلتھ۔ ساری کھوتہٕ نادر روزگار کُل چھُ زٕ ہتھ وٕری
پرٛون بر گدُس ڈینٛہکُ ساری کھوتہٕ بوٚڈ کُل چھُ مانٛنہٕ یوان۔

باغِ عدن:۔ (EDEN GARDENS) یہٕ باغ چھُ ہندوستانٕکِس
سابق گورنر جنرل لارڈ آکلینڈ سٕنٛزِ بیٚنہٕ ہنٛدِ ناوٕ منسوب۔ اَتہٕ چھِ
عالمی کرکٹ میچ گِنٛدنہٕ یوان۔ یہٕ چھُ بٔڑی پاٹھۍ وسیع تہٕ دلکش۔

سنگِ مرمر محل :- یہ چھُ شمالی کلکتہ کِس اَکِس تنگ کوچس منز۔ یہ چھُ اَکِس شوقہٕ والہِ ہِندِ ہن خابن ہُند تعبیر تہٕ آیہٕ تہٕ ۔ یہ چھُ نادِر مجسمن، مولین فنی نمونن، تصویرن ہِنز باپتھ مشہور۔ ریوبنز (RUBENS) تہٕ سر جوشوا رینولڈس (SIR JOSHUA REYNOLDS) ہِندی فنی شہپارہٕ تہٕ چھہِ اتھ شوبہٕ بڈاوِتھ ۔

سینٹ جان چرچ :- یہ گرجا گر چھُ نوتہٕ پرانہٕ فنِ تعمیرچ مِثالہٕ وَن۔ کلکتہ شہرک وارِیاہ معمار چھہِ اتھی ڈاپہ تراوِتھ یمن منز جاب چرناک (JOB CHARNOK) تہٕ شامِل چھُ یُس کلکتہ شہرک بانی کار چھُ ۔

چڑیا گھر :- چھُ اکھ جۄن ایکڑن پیٹھ پھیلتھ ۔ اَمِچ بنیاد چھیہ ۱۸۷۶ ہس منز پینہٕ وچھ ۔ یہ چھُ بڑتھ رنگہٕ وُچھنس لایق اَتھ چھہِ پرٛیزی یا کھٹی حیوانن تہٕ ٹھینزن ذاتن متعلق زانکاری حاصل سپدان ۔ ٹیگور سر (رابندر سروبار) یہ چھُ رابندر ناتھ ٹیگورنہٕ ناوِ منسوب ۔ تفریحہ تہٕ گل گشتہ باپتھ چھیہ یہ اکھ سٮ۪ٹھاہ اہم جاے ۔

رابندر سیتو (ہاوڑہ برج) یہ چھُ شاید ہندوستانک انگریزن ہُند بنومت گوڈنیک کینٹیلیور کدل یُس ۱۹۴۳ ہس گرٛیتھ یتہٕ گژھنہٕ باپتھ یلہٕ تراونہٕ آو ۔ رابندر سیتو ناو تھونہٕ باوجود تہٕ چھہِ اتھ لوکھ ہاوڑہ

نادرۍ زمان ۔ تأریخ چھُنہٕ یتھہٕ پأٹھۍ لوٗت جلد جلد بأگۍ آیہٕ بدلان۔ سانہٕ ریاستہٕ منٛز اوٗس اَمہٕ قسمُک کُدلہٕ تہٕ دریاوس جوٗمہِ پیٚٹھ نوٚو پوٚختہٕ کُدل بنَنہٕ پتہٕ تھوٚو دُلنہٕ آو۔

کلکتہٕ چھُ ہندوستانُک ساری کھوتہٕ بوٚڈ شہر، تجارتی تہٕ صنعتی مرکزٕ، علمُک، تہذیبُک، فنونِ لطیفن ہُند بوٚڈ آگُر۔ اَتہٕ چھِ بین الاقوامی بندرگاہ تہٕ ہوائی اَڈٕ تہٕ۔ اَتی یِتھ چھِ ہندوستانی ریلوے ہیٚکی زِ سلسلہٕ شروٗع گژھان یِم سارِسے ہندوستانس شاہ رگن ہندِ پأٹھۍ اَکھ اَکِس سٟتۍ گنڈِتھ چھِ کرٛان۔ تیٚمہِ کنۍ باوجودِ کلکتہٕ منٛز روٗزنہٕ، رازدانہٕ پننہٕ حیثیتہٕ موجوٗدٕ صدی شروٗع گژھنَس سٟتۍ سۄ اہمیتھ، یوٚد نہٕ ہمہ جہت تہذیبی تہٕ تمدنی مرکزٕچ حیثیتہٕ گژھتہٕ اَمہِ کِس اہمیتس منٛز کانہہ کمی۔

کلاتہٕ پیٚچ وزیرٕ دوٕ لکشی تہٕ اَمیُک گھٹہٕ سَدا بہار حُسن و جمال ہیٚنکہٕ تہٕ
ہنّے ہیوٚس سالأنۍ ۔۔ . . . . . پٔندِس شوقس و تأولی منٛز

یتھ ۔ بقولِ مادر ٹریسا ، کلکتہٕ منٛز مَدمتھ کٔرِتھ گوٚو اَکِس بڈِس دُنیاہس نکار کرُن بس سوچان چھُ تہٕ بڈٕ چھرتہٕ سان ژندٕ چھُ روزتھ۔ مشہوٗر قول چھُ زِ یتہٕ نہٕ بصیرت آسہٕ تتی لوکھ چھِ فنا گژھان۔ بڈین شہرن ہاگہ امتر خراب تہٕ خامیو باوجود چھنے بنگالین ہمتہٕ سان ژندٕ روزنچ

بصیرت خود اَین عطا کرِمڑ ۔ بنگالی کرِ کتھ ہِ بنگالی زبانی منز ساری پاٹھی نہٕ زِکہ وزِ چھکو احساس کمتری کنہٕ انگریزی ۔ کینہہ وری برونہہ یُنے ٹیگور ہالہ بنگالی ادبی کانفرنس ۔ کانٔسہ تہٕ اکی مقررن بول نہٕ انگریزی پاٹھی ۔ عام بنگلو ساری آسی گلی تہٕ زُری بنتھ بوزان تہٕ پانس کیاہ تام فکرِ تاران ...... بس ... آچھے آچھے ... سونا اچھے ... بنگالی واتل تام چھ صبحن بنگالی زبانی ہند اخبار ملی ہیتھ پران ۔ پڑکتہ کانہہ بورڈ تہٕ اشتہار چھ ییتہٕ وتہٕ بنگالی پاٹھی ۔ تمہ چھ زانان زِ بیارتک اکھ اژھین انگ آسنہٕ تہٕ چھے بنگالین ہنز انفرادیت الگ ۔ ژھوٹ چھ یہٕ زِ تمن چھنہٕ بیٚنہٕ یارِ زان تہٕ شناخت مشتہ گمژ ۔

سالانی ہینکہ واریاہن چیزن نفرتھ تہٕ گرِتھ ۔ یوت نہٕ میٚنہٕ غریب لوکن ہُند پٔٹرن پیٹھ بیٚہن گھوڑن ہیتز جھیم تہٕ تہٕ گیٚم تہٕ رکشن ہنز نفرتھ یمن انسان ٹانگہ گرِن ہندی پاٹھی لمان تہٕ یکہ ناوان چھ ۔ اَکے پھِر مجبورن یہ انسان ٹانگہ گرِ سواری گرِتھ گرٔم کنہٕ نقیہ ۔ تس من بیاری تہٕ انسان نیر بیاری پوٚز بس رؤنن ہندِس سوتیمتس گرزِس سپتہ یہ آلو تہٕ "بیٹھا ہے بابو، آتا ہے بابو!"

۲۴، دسمبر ۱۹۸۲ء یہ اکس سیٹھے معزز دوستہ ہنز کھاندر و مہر وِ دوشاندار پارٹی بنشہٕ او سم وودی اپہ چھوٚلمت ۔ ۲۵، دسمبر بارہ بجے

یا ساڑہ باہ بجے دوہ، اُو سم گوہاٹی ٹیرُن، ژِدوٚپُم ووٚنِو دِپہ کلکتہ شہرس الوداعی نظرِ۔ تتھے کنۍ ییتھہٕ کٔنۍ معشوقس نِشہٕ ژھینہٕ گژھن وِزِ اکھ عاشق رخصتی سمکھنہٕ باپتھ بے قرار چھُ گژھان۔ یہ ووٚتُس بے شوقکی پاٹھی پارک سٹریٹ تہٕ اکھ اوٚنُژ آواز گٔژھم پکان پکانے کنن۔ آیئے خان صاحب! اچھو کری چاہئے میانِ کُن اسے ژھِتھ ہِش اکھ لوٚزنس کیٚنژھ تہٕ کیاژٕ گوہاٹی ٹرین ژٹہٕ باپتھ آسم ریلوے سٹیشن واتُن جلدی ......ژٕ کمی چھُ ہیو کمُت وٕگہٕ ژٕ روٚس وٕقتک ژلہٕ وُن گرُ تو بو کرِ تہٕ۔

دوہ ذکرہ ہا......!

آسام کُن.. نیرُون اوٚس مے کلکتہ پک پھکاردُن بنِدرُو ژنگ عٲری موٚنَد احساس دِ آڈُ جبہٕ کیٚنژٕ ڈکھ تھوٚتہٕ بنگالی اردو شاعر تابش عظیم آبادی صابِس سُمبہٕ موٚژ ژیوِ مُت یُس مے ہاوڑا ریلوے سٹیشن رخصت کرنہٕ اوٚس آمُت۔ وِتہٕ وُچھ مے ساپہٕ ہُدی لُکھ ژٕم ترم کالِتھ، گمُن تہٕ ژٕتش کُن کرِتھ اوذق پہ کماوان۔ لوچھو لوچھو "سِگہٕ ناوِو" سِتی اسے ژٕم کھوڈُن تہٕ تلاوَن منز سمیوٚمُت روٚد وولِ بٔنہٕ زمین سگوٚنہٕ باپتھ وٕرتاوان تہٕ دان کھل ژُوان۔ مے گوٚو نہٕ وَتہٕ کُنہٕ ٹیوب ویل نظرِ تہٕ نہٕ ٹریکٹر مے باسیوو زبنگالس تہٕ آسامس منز چھنہٕ آبکی قدرتی وسیلہ ورتاونس منز انہٕ آمتہ۔ عام لوکھ چھِ سیٹھا غریب۔ ہِتالہٕ گرچھِ منز وانتھ۔

۲۶، دسمبر نصف شبن پیوس بہ اَچھ وُٹھتھ آسامچہ طلسماتی کوچھ
منٛز واتتھ ۔ آسام یُس نیلین بالن، ووزلین دٔریاون تہ اوشایہ ہنٛز سرزمین
چھِ مانہ یِوان، اُوس روتلہ کنہٕ خوفہ ہراسہ وراے بالن شاندِتھ نِندرِ
ہوٗتلس منٛز بیٚتہ کھیتھ ووتس ویٹنگ روٗمس منٛز ۔ واتہ کتاون، ریلوے
سٹیشنس پیٹھ ۔ مےٚ چھِ کالک بتہ یاد زِ ووٗرس پیٹھ نیرنہٕ برٛونٹھ کیتہ پھر
وٚون مےٚ اَکی دوستن گوڈٕ چھِے نہٕ ژریئے گنہٕ بہتھ لگان، تتہ ہیے حالاچھے
سیٚود چھینہٕ، ژریئے کتہ ساوے کھینہٕ منٛز ووٚ گژھ، بہ کیا ونہٕ ہس یوٗرِ زندگی
چھیٚنے اَکی پھیر سمکھان تہ موتھ تہ اَکی وزِ یُن نہٕ کھینہٕ تہ دُنیا وُچھنہٕ کھوتہ
کوسہ بڑٕ نیامتھ چھے دُنیہس منٛز ۔ ژنٛدر وارے ۲۷، دسمبر سنہٕ ۱۹۸۲ کمہ زلہ
وۄنہٕ تہ اسو نہ موکھ کوٚر بوٚری کنہٕ کھہ وڈٕ سرن میون استقبال ۔ مےٚ
کوٚر تاہ خوش کوٚر ریلوے سٹیشنہ پیٹھ کاٹن کالیج کن نیرُن یتھ تہ آسام
ساہتیہ سبھا ہنٛد دفتر تہ وُچھتھ کتھو ۔ مےٚ اوس ہیٚو چھمُت دوہ ژگرہ
نیرتھ سفر کرُن ۔ وُنہٕ تہ اوسس نہ کانٛہہ چھتھ زلر متی کرہا ۔ ویلہ تمام
تین سکھی ریلہ ہنٛز واسی نکھہ گڈتہ بایتھ روڈس لانہ تہ نکھہ سنبھالتھ
ترووُم پھیر نکھاہ زووڈ چھنہٕ کینٛہہ پرواے ۔ حالانکہ بہ اوسس آساکی
قُدرتی حُسن وُش ہیٚوتمُت کرُن تہ مےٚ اُسی وُنہٕ آسامس یتہ ستن
بین نین ہنٛد مالین (LAND OF SEVEN SISTERS) تہ چھ

وٚنان، وُلٕی دِنے۔ یہ وَنُن گوٚم مُشکِل زٕ وٕتہٕ وُچھ منٛز اٮ۪ٚتہِ رٕسی چھایہٕ بارٕغ،
بأنٛہٕ وَن تہٕ کھوٚرپٕر گُلی۔ یِچھایہٕ کنہِ چھُ آسام ناماطارٕ ے مگر یتہِ چھُ یُزرٕ زٕ
ہندوستان چھُ کھوٚر پٕر وو پیداوٲر منٛز تہٕ ترٛے مُس نمبرس پیٹھ یتہٕ منٛز
آسامُک تہٕ اہم حِصہٕ چھُ۔ مینٛز تیلُک تہٕ پیٹرولُک نِصف مُلکی پیداوار تہٕ چھُ اَتی
نیران۔ یاد پیوٚم زِ کلکتہ پیٹھٕ تہٕ لوٚگ اَکھ بنگٲلۍ خاندان منٛز سیٖتۍ
سفرس، تِہنٛز بوچھہٕ ماری منٛز سیٹھا سونٛدر تہٕ خوبصورت اَچھ کٕرِتھ زِ کوٗر
وُچھتھ اَسی منٛز پھیری تہٕ پھیری بنٛج شٲری یاد پیوان۔ تِہنٛد ماجہ لوٚبہ
شایستگی منٛز سیٖتۍ ورتاو، تہٕ پُرخلوص انسانی جذبہ منٛز پیٹھ ورشو ونہٕ
نَشہٕ منٛز زاہ، یہ تھوٚوس تموٚ پنٕنہ زیٹھ مَس بنگٲلۍ جادِ سیٖتۍ زن گرفتار
کٕرِتھ۔ یہ اوس زانہٕ زٕ یہ انسانی مُسافر رِشتہٕ واتہٕ، وٕنی اَنٛد لوٚز تہ کوٗر
اَسہٕ بانیارٕ سان انسانی رِشتن تِتھ پاٹھی پان حوالہٕ زٕنتہٕ واٮ۪نس ہیٚنٛد اکھ اَکِس
وِنٛدی اَسی۔ کٕرِتھ سفر گوٚو سیٹھا آسان۔ خانے چھہٕ منٛز تِتھی خوش بخت
اَسہٕ وٕنی منزِل زٕ لہ وٕنی باتہٕ وُچھتی . . . . . !

چھُنا منٛزی انسان زٕ کہہ گُزشتہٕ شُرس گٕرزِ گرٛان پانٕنس بازس
سیٖتۍ دوٚنکھ دوٚنکھے کٕران تِتہِ نہٕ۔ گوہاٹی نکھہٕ واتتھ اوٚس یِمن منٛز
بڑو نیٹھے وٕسُن۔ سٹیشن ووت۔ ریل رُکے یہ۔ یہ آس لوٚگی ہیٚنٛدِس
دروازس تام یِمن رخصت کرنہٕ۔ جناب چودھری صاحبنہٕ خاندارنہٕ کوٗر منٛز

ستہٕ وٕنہِ وٲنٛجہ چیر اَتھ واس تہٕ ہکہٕ ژوٗلُس نیرتھ "گُڈ" (GOOD) ویری گُڈ (VERY GOOD) نِجبرتھ اُس تیتھ مٕنٛ لفظن ہُنٛد مانہٕ پیتا۔ قربان ما آسہے سفر روٗد جان ہکہٕ کیاہ تہٕ رازٕ ہِنٛدیٚن اَنہٕ گنٛڈٕ منٛز کیاہ پَرہا بہٕ تہِنٛدیٚن بُتھین ہِنٛدی بدلہٕ وِنٛز رنگ۔ تِم آسے نِنین تکھ وٲلی ہتہٕ تہٕ بہٕ اوٗسُس تکھ واتہٕ وِنے تِمن نِشہٕ ہمیشہٕ خاطرہٕ دوٗر لوِمُت۔ سنگ تہٕ ساتھ پوٗشنکھ اَنٛد وَنٛد۔ زندگی چھیٚلی یِژھے اَتھ کیاہ ملالے۔ ساری پوٗتُس اَنہٕ گنٛڈٕ ژھایہٕ گژھان۔ او! تہٕ چودری صاب یِس کمہٕ تام ضراب خانکُ اُکسالہٕ ہُنٛد ملازم اوس، روٗد برابر مےٚ ستہٕ ہِندوستانٕچ منٛز سِکہٕ سازی ہُنٛز تاریخ وَنٛہ ناوان تِمہٕ دوٚن مےٚ یتہٕ زٕ مےٚ نِش کم کم نایاب سِکہٕ (COINS) چھِ موجوٗد۔ چھُٹ سوزا مَس وعدٕ موجوٗب دیُتُن تہٕ جواب تہٕ ؎

چھُٹ تہٕ سِکھے چھُم تہٕ مطلب یُوٗدٕ چھِنہٕ
چھُس تہٕ عاشق، چھُن نافُک دلبرو!

تِم توٗر کُن تہٕ اَسی یوٗر کُن، جلپاے گرٕی واتتھ ہیوٗت مےٚ اَکھ خوٗدکار بدیشی چھاتہٕ، پنٛزاہن ڈلین، قلم تہٕ تارچہٕ آسہٕ سرٕ گہ معلہٕ دستیاب۔ اَکی کاوٕ گاٹلی دوٚپ، برونٛہہ ییٚن بَنٛنٛ اَمہٕ کھوٚتہٕ سِروٕ گی چیز پوٗزٕ تہٕ کتہٕ۔ یہ چھُم کُنہٕ خاص جاے صفحہ آسن۔ ژوٗرہٕ اوٚنمُت

مال چھُنہ پرٛتھ جاے بنان۔ یُتھ موٗلُس آسہٕ تھ رٛوٗر چھنہٕ یہ تُنِتھ موٗل
بروٗنہہ اَکھ چیز۔ میٚ گیہ کھانچہ ہنٛدی کمورٕ تہٕ اَتھلہٕ تُشہٕ تہٕ گوٗس۔
گوہاٹی وٕ آیتھ۔ واتہٕ نوٗدس آسام ساہتیہ سبھاکس دفترس
پیٹھ آسام کالٹن کالیج کیوٚ دٕ دُیوٗ طالب علم موٚہ۔ میٚ اوٗس ہابتھ نہ
میٚنہ تہٕ گرٕ دٕ پہ دٕتی کینہہ درستہ سپدی۔ پوٚز خوداین رٕ دٕ چھس۔ آسام
ساہتیہ سبھاہچو علاقائی سیکریٹرین کوٗر میٚ وٗتھرٕ وٕ ائٹح استقبال
تہٕ گیسٹ ہاوس کتھ ووتھ آیتھ یٚتھ پہ ورلہٕ نیرنس تام کھبر لیس۔
پدر چھوٚتہٕ تہٕ بیہہ اَمی وٕ دٕ یہ گرٕ آسامک سابق وزیر اعلیٰ
تہٕ پنجابک گورنر شری مہندر موہن چودھری سعودرکہ واس۔ ساری تعلیمی
ادارٕ تہٕ سرکاری دفتر رٕ وٕ بنٛد اسٕ احتراماً منٛز بنٛد۔
شامن گوٚو بانٛتر ن دٕ وٕ پن منٛد احتجاجی دٕ ولہٕ واین شروع پرٛ ملکی
باشندن ہنٛد مسلہٕ اُتھراوٕ دٕ پہ موٚکچہ۔ میٚ اُس بٕہ وچھ پرٛ برنہ نیریچ پیٹھ
وَن دِتہٕ آمتر۔ میٚ تہٕ کیاہ اوٚس کرُن ... بیٖزدِلی وٚڈن ...!
مٔیانہٕ آسامہ نیرنہ پتہٕ سٕیدٕ اسمبلی تہٕ پارلیمنٹ باپتھ نمائندٕ
ژارنُک انتخاب یتھ دوران پرٛ ملکن تہٕ وِدیر ریاستن ہنٛدی باشند
کتراونہٕ آیہ تہٕ وَحشتچہ تاوٕ تہٕ تلنہٕ آے۔ وُنہہ پیٹھ پتھرٕ فیصلہ
چھوا تہٕ بنگالی یا غیر مسلمان روزان۔ تمے چھ زیادہ تر اَکھ طلبہ

جبرکہٕ تہٕ بربریتُک شکار گژھان۔ سیاسَتھ ہیٚتھ پَکُن تھر چھُ نہٕ بُتھ کَس پیٚیہ وَنُنہٕ تہٕ کُس وَنہٕ زِ کمہِ سُنٛد اَتھہ چھُ بےگونا لُکھ کتراونس منٛز پیٚش پیش۔ گوڈنیُک سرحدہٕ پکھہ تہٕ اَسی تراوٕمتِ یمہٕ دُدم تلوار ہیٚنتھ اِنسانہ پنٛدِس کُنہ سیٚتی بدلس ساس چھلہ چھہٕ کران۔ تہٕ دپن چھہٕ کران جن بانٛژ۔

آسام ساہتیہ سبھاہکو سیکریٹری جناب نگین ساٸکیہ اوس میانٛس اوٚر واتنس پلاران۔ تمہِ پٕرژِ ہ منٛز جورہتھ پیٹھٕ یُس گوہاٹی پیٹھٕ سواد زٕہتھ کلو میٹر دور چھُ، سوٚرے حال تہٕ پرتھ ممکن اَتھہ بنٛدت تھوٚون آیت منٛز یوٚتس یاد زٕ کشیرِ تہٕ آسامکہِ رشتہ ہیٚتھ پرونہٕ کالہٕ کامروپ اُسی وَنان، چھہٕ وریاہ پرانی تہٕ تاریخی تہ سیاسی زبانہِ چھُنہٕ یانہٕ واٸی زیادٕ بُن۔ دوٚن گو تاریخی واقاتو یوٚر یمن یمن لازمی تہٕ علاقٲیی رنٛگ۔ آسام ساہتیہ سبھا چھنہٕ ساسین ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمن ہنٛدی پاٹھو ناو پاپتھ، یہ چھےٚ بٔڈ فعال تنظیم ییٚتھ بافاعدٕ پنُن دفتر چھُ، سٹاف تہٕ بجٹ چھُ۔ اَمہ سبھایہ چھہٕ اَز تام وریاہ آسامی تہٕ انگریزی کتابہٕ چھاپہِ مٕتہٕ یمہٕ منٛز پاٹھو آسامی اَدبس، تاریخس تہٕ کلچرس متعلق چھےٚ۔ اَسہ چھےٚ یمن نِش ہیچھن، وریاہ ہیچھن تہٕ پنٕنہِ شناخت یعنی زبان مشتَھ زِ اَنٛتہٕ پرونہٕ پکہٕ ملعوی۔ بتہ ڈلی تو بنگالی تہٕ آسامی زبانی ہنٛد رسم الخط چھُ اَکی آگرٕ دیوناگری نِشہ دُرامت تہٕ یمن ہنٛد عام لیانی خاکہ چھُنہٕ تیوت بیوٚن تہٕ بدلوُن۔ کینژو

مثالو سیتی ہیکہ یہ کتہ صاف سَیدۃ تھ -

۱۱، آسامی :- اِیت ہوٹل کت اُچھے ؟ ہوٹل کتہ چھ رکتھن چھُ ؟

بنگالی :- اِکھنے ہوٹل کوتے اُچھے ؟

۲، آسامی :- او ! آنک ! بہک - | اوہو ! وُلو ! بہو !

بنگالی :- اچھے ! آشن ! بشن - | اوہو ! اُژو ! بہو !

۳، آسامی :- توماک کی لگے ؟ | توہہ کیاہ گژھ ؟

بنگالی :- تم کی جاؤ ؟ | ژہیے کیاہ گژھی ؟

۴، آسامی :- تومار نام کی ؟ | توہہ کیاہ چھُ ناو ؟

بنگالی :- تومار نام کی ؟ | ناو کیاہ چھے یا ژیے کیاہ چھُے ناو ؟

۵، آسامی :- بھیے نہ کرِبا ! | کھوژُن لگہِ نہ !

بنگالی :- بھوے کرنا ! | کھوژ مہ ! بے مہ کرہ !

۶، آسامی :- دُلوتا - | دوشوے یا

بنگالی :- دُتوے - | دونوے

۷، موک اُلاپ پانی اُنہ دِ بنے - | آب دِکھ نااُنہہ ؟

اُمے اِتیک کھیابہ جل دے ین -

۸، آسامی :- اُپنی تلے اہیب ! | ژہ یہ تور !

بنگالی:- تمی آکھنے ایشو! — تُہۍ ییو تور!

۹) آسامی:- کھوورلے آہا! — بتہ (ژھوٹ) ان!

بنگالی:- کھابر بنیے ایشو!

۱۰) آسامی:- کیور دھووا! — پلو چھپل یا

بنگالی:- کیاڑ کاچھ! — چھپل پلو

۱۱) آسامی:- چاہ کھووا! — چاے چیۓ یا

بنگالی:- چا کھاؤ! — چیۓ (چیو چاے)

صاف چھُ ظاہر زِ لسانی طور کیتھ نزدیکھ چھِ آسۍ تہ سانہ زبانہ۔

آسام ساہتیہ سبھا چھےٚ ۲۶، ۲۷، اکتوبر ۱۹۱۷ءس منز قایم سینٹر چترہ۔ اَمیُک گوڈنیک رسالہ ارونودے چھُ ۱۸۴۶ءئس کیُت دراموت۔ آسامی زبانہِ منز چھِ واریاہ روزنامہ، ہفتہ وار، ماہوار رسالہ تہ اخبار نیران۔ قلمہ بیناونس منز تہ چھےٚ آسامی پتھ نہ کیا بہ چھاپنٕچ تہ عملی بیتھ پرنس منز۔ اتہ چھُ پرتھ وریہ آسام ساہتیہ سبھا کہ طرفہ بوڈ بابہ ودرش (میلہ) لگان، ییتہ کتابہ ہیٚنہ کنہ علاوٕ ثقافتی تہ اَدبی پروگرام تہ پیش چھِ کرنہ یوان۔ آسام ساہتیہ سبھا چھےٚ سوندر جایہ واقع۔ اَمیُک دفتر چھُ چندر کانتا ہنڈیق بھون (CHANDRA KANTA HANDIQUI BHAVAN) مجلس منز تعمیر آمُت۔ ۱۹۱۷ء چھُ اہم تاریخی

وٗری ییٚلہِ روٗسس منٛز اکتوبر انقلاب آو۔ کے۔ پی۔ ایس۔ مینن چھُ
سبھاہک دفتر قائم سپدنس واقس پیٹھ پانٛٹھ آشیر واد دِوان :-

"آسام ساہتیہ سبھا چھےٚ اَکِس تاریخ سانٛز وٗری یَس منٛز قائم سپدان
ییٚلہِ روٗسک اکتوبر انقلاب چھُ برپا سپدمُت۔ یہ چھُ سُہ اہم واقعہ ییٚمہ
سٟتۍ ہندوستانٟن ہُند ذہن تہٕ متأثر گوٚو تہٕ نۆو پراوِلی رو حجالو تہٕ نَرمُم
لوٗب۔ آسام ہیٚکہِ ہیے پٔتہٕ اَمہِ اثرٕ نِشہِ چھُن رٔٹِتھ۔"

۲۷، دسمبر گوس پہ چانڈماری گوہاٹی ثقافتی اموٗرن متعلق آسام
اکاڈمی ہندِس نائب صدرس نشہِ گژھٕنہ سمکھنہٕ۔ مُلاقاتس دوران
آو آسامکہ کلچرک اَکھ رنٛگہٕ تصویر تہٕ ییٚمُک خوٗلہٕ خط میانِس نٟیہنس منٛز۔
اَمہِ خوٗبصوٗرتھ ریاستُک اَکھ سٟٹھا خوٗبصوٗرتھ حصہٕ میگھالے دیٚچھنُک
گٔییم شوق۔ "میگھالیہ" نادُک مطلب چھُ اوٗبرٕ دیس یا سرزمین۔
یہ ناو چھُ اَکھ اَکی بنگال دانشور تہٕ سکالر ڈاکٹر چیٹرجین گوٚرمُت۔ یِس
پتہٕ ذٔرِتھ گوٚو۔ دُنیہس منٛز چھےٚ یہے اَکھ جاے ییٚتہٕ ساری کھوتہٕ زیادٕ[1]
روٗد چھُ پیوان۔ یہ چھُ پزر تہٕ یہ دیش چھُ اوٗبرٕ نیچہٕ کُن چھُ منٛز ڈاکہ تراوِتھ

شیلانگ :- چھُ گوہاٹی پیٹھ اَکھ ہتھ تہٕ ستھ کلومیٹر دوٗر۔
صُبحہ ستہٕ بجہ بٔس کیتھ نیرِتھ وٲتس بہ ۲۸، دسمبر اوٕر داہ بجے ییٚلہِ وُنہ
دُہچہ دوہ دروہ بوٚڑ پانٛٹھ دُسلا پتہٕ اوٗس نہٕ گومُت۔ شیلانگس

---

۱ چرا پونجی چھُ اَکی شیلانگس منٛز مغربس کُن شُراہ میل دوٗر واقع۔

چھُ برطانوی دورِ حکومتہٕ وِزِ شمال مشرقی ہندوستانُک گوڈنیُک راز دانہٕ ہُنْد شرف حاصِل رُوٗدمُت تہٕ وُنکِس تہٕ چھُ اَتھ یہِ مرتبہٕ میگھالیہ سرحدی ریاستچہِ راز دانہٕ ہنٛدِ حیثیتہٕ حاصل ۔ یہِ چھُ انگریزن ہنٛدِ وقتہٕ بناونہٕ آمتِس سرِ بٹس پیٹھ تھزِرِس کُنُ آباد ۔ مصنوعی سرِکِس اَنِس چھُ شیلانگ نگرِ چیہِ سرتاپا جادوی نازلہٕ بڑوِنہٕ کِنہٕ دودنہٕ روزن تعدیرس لیکھتھ ۔ یوہوی چھُ اَمیُک نچرتہٕ ۔ پزر گوٚو یہِ زِ یہِ گوٚس شیلانگ کِس دامانس جوٚر مُت اَکھ سرِ وُچھنہٕ حاٗرتَن ۔ میگھالیہ ریاستس چھے ۲۱ ، جنوری ۱۹۷۲ ء یس منز قایم سپز مٕژ ۔

وارڈس سر :- (WORDS LAKE) یِتھ بجا طور شیلانگُک اَکھ ہیکو وُنتھ چھُ ۱۸۹۲-۹۳ء دوران سر ولیم وارڈن بیہ خوبصورتھ بنوومُت ییلہِ سہٕ آسامُک چیف کمشنر اوس ۔ اَمہ بڑوِنہٕ اوٚس اَتھ نان "پولوک" پہ لوک سرناو ۔ پولوک انجنیر پننہٕ ناوہٕ کیتہِ ۔ تیمی یہِ سر تعمیر کرنُک کام وُرِ دِس نی شیلانگ ۱۸۷۷ء منز آسانُک راز دانٛہِ بننہٕ برٛونٛہہ ۔ اَسی اَتھ ہوپکنسنُن تلاو (HOPKINSONIS TANK) ناوہ یاد کران ۔ اَتھ سرِس منز سروٚ صنوبرٕ سایِس تَل گارڈن پنٛز دودھ ژھانتھ چھے وُچھنے لایق ۔ پیٹھ ییلہِ اَمہ پیٹھ تارِ مُتہٕ کنٛدلہٕ ترِ نہٕ ...... اَمہ گیہ ناگہ گارڈ وُچھنہٕ حلال ، گھیتہٕ حرام ۔

پولیس بازر پیٹھ گوس یہ سیٹوڈے ٹیکسی کیتھ شیلانگ یونیورسٹی یوس یہ وَنہٕ چھُیٹھو کِنہٕ بنٛد اُس۔ خوش قسمتی مآنٛز تو یا بیہ کینہہ، ڈاکٹر ایس۔ این۔ بھٹ پروفیسر شعبہ کیمسٹری اوس اُلی۔ تمس ییٚلہٕ مےٚ پننہٕ دورُک مقصد ووٚتھ تمی سوزی نہ کُور طالب علم میٚنہ سیتی ڈاکٹر بھٹاچاریہ، سربراہ شعبۂ تاریخ سُنٛد گرٕ تام۔ سیتی یُس اَتہ بیٹھ اوٚڈ کلومیٹراہ دوٗرے پیٚٹھ اوس۔ تمہ دوشوے کوٗر آسہ پی۔ ایچ۔ ڈی کران۔ تمہ پکان ترٛوو تہ یزو ہہ رہبر بنیتھ تہ یہ پیتہ پیتہ فرمانبردار وٚتہ گژھہ۔ یہ چھینےٚ وأنسے ژھےٚ۔ ہتہ یہ بتہ اَسُن۔ گیہ میانس کتھ کرنس تہ گاہے رھو یہ کربہ راوی مینس راہ مسافر سنٛدس یکنس بیٹھ۔ اُلی دِ چھیج نیرُن تہ اُلی کمزوری تمن ترٛو وہہ یکُن۔ ڈاکٹر بھٹاچاریہ سُنٛد گرٕ وأتھ کوٗر اسہ اوٚر پوٗر گژھ زِ گنٛڈتھ الوداع۔ بیہ نہ میٹنہ باپتھ۔ تیکیاز زندگی ہنٛز وتہ چھینے زلتہ دوہے اور لیوبہ گامژ۔ میٚنہ باسیو یہ وائتہ نوس سوٗرگہ تہ گژھ وہ گینو پننہ جادگہ زور اوتھ۔ یہ اوٚس پنٛزری کِنہ ڈاکٹر بھٹاچاریہ ہیٚن سیتی کُھسی (کُھش) زبانہٕ، ادبس تہ کلچرس متعلق کتھ کران۔ تہ اندری کِنہ پننہ میہ ماری منہ ہن لگا یئدن اکھ تھوٚد ٹُلی ٹُلی دُعا کران۔ یم میٚنہ آمین ترٛاوتھ گیہ۔ زٔندہ تمایہ صحراوس منٛز گاڈ۔ کُھسی زبان تہ کلچرچ وُنہ پھیانےٚ۔ کُھش زبانہ ہنٛد رسم الخط چھ

روٗمٕن ۔ اَتہٕ چھُہ عیساےٚ یُنگ جہان تہٕ سوٚن اَثر ۔ مقأمی رٕشہِ رواژ تہٕ چھےٚ سٕنٛز موٗل دِتھ ۔ اَتہٕ کینٛہہ ممتاز اَدیبَن تہٕ دانشورَن مےٚ سمکھِنٛک موقع تہٕ میوٗل تِمو منٛز چھہ ناو ہینٛن لایق ڈاکٹر آر ۔ ایس ۔ لِنٛڈو ، ایچ ، ڈبلیو سٹین بینز ۔ کھٔسی آتھرس سوسائٹی (KHASI AUTHORS SOCIETY) چھ کھٔسی زبانِ تہٕ اَدبُک مفاد رٹھ تھِتھ تھاوُنس تہٕ بڑوٚنہہ پکناونس بابتھ اَہم روٗل اَدا کران ۔ جناب ایل ۔ جی ۔ شِلانی یَن چھُہ کھٔسی زبانِ اَدبس تہٕ کلچرس مُتلق وارِیاہ لیوٗکھمُت یِمہ کِنۍ تِمہٕ بجا طور اَکھ بٔڈ کارنامہ پیش کٔرِتھ چھُہ ناوِ پیوان ۔

دُریٚم ڈوڈ بجہ آسہ دوٚہ ژنجے تِھ ۔ اوٗت تام آسہ ہٕن دوٚن ژھاے ژھنِکی دور چھُ راہ اَندٕ واوُ ہیِتھ ۔ بٔہ چارِ ہَن رٕژ خصتہٕ بیہہ دوٚن ٹیکسی پولیس بازرٕ بہ پھیرتھ ۔ بوٚ چھُس گٔنڈتھ اَہم وَژھمُت ۔ تِلہ دولہ آم اَکِس ناوِ کِنۍ جیلن تہٕ زیر بوٚلنٕ تام سیتۍ ۔ ساپہ کاشس منٛز آسۍ اَند کُن شرابِچ دورٕن ہشہ دور چلان ۔ تھکِتھ تارٕ دٔم سیدٕ تہٕ تارٕ دٔم سیدِ کھ سوتہٕ بانٛتھ زندگی چھےٚ پیٚتھ کِنۍ پکان پکان سوتان تہٕ اَندٕ واتان ۔

موتہٕ کیا؟ زندگی قدم لوٗرٕ رووو
دَم ہناوِیتھ تہٕ پوٚد ہناتل ترٕوو

زنانہٕ تہٕ چھےٚ تہٕ مردٕ بِ چھہ ۔ نفرتن تہٕ ہاوِ سن ہُنہٕ جرٕی گیشِش ۔ تہٕ

روٗدُس ہیوٗنہٕ ۔ دوٚہ پریر چھُ اِنتظامہٕ وُلپہٕ ویرتہٕ بناوان تہٕ کھوتۍ پُدٕتہ ۔ مےٚ
اَتہٕ نوٗد حُکم کٔرِتھ ۔ مینوٗ ہیٚران پٔران ووتُس بوٗن تام تہٕ اَتہٕ وُچھم چِکن
کشمیری (CHICKEN KASHMIRI) تہٕ اَکھ ایٹم ۔ بیٚٹرس مازٕس
آیہٕ گٔژھنہٕ ۔ مَیانہٕ موٗفِقہ کشمیرِ منٛز آیہٕ درو تلِتھ ۔ دیُت مےٚ آرڈر ۔ کشمیری چِکن
اور چاول لاؤ ۔ گُراہ گٔژھِتھ پیو صاحبس کھانہٕ تیار وُنِتھ کٔنی واتِتھ ۔
بُتھِس مےٚ پلیٹ کُنۍ اَتہٕ یکہ نوٗدو ۔ بَتس سیٚتۍ کیا لوٗگ اَکھ ٹِرَن تہٕ چُھم
گرٕنیہ ۔ اَکھ اوٗس شۄشرلہٕ ٹنگُت ۔ خبر کٔشہرٕن دوٚہ ہیٚن ہٹہ اوٗس ۔ ہیٚچھ
اوٗسُس اَوٕل نوٗل کھیشرٕ رٕکھِتھ ہیوٗنہٕ ۔ تَرٕ آوِتھ ۔ تِم گُرتہٕ آٹھ ۔ تراہِ پاٹھ ۔
پرٕملکس ہشہٕ آسُن تہٕ ہیہہ ۔ بنہٕ آو ، والیس نیاونہٕ تہٕ ترِ چھیہ ہیٚنہٕ ہیٚکہٕ
والہٕ کھوجہِ ہیتہٕ پلیٹ ہشہٕ واتِتھ ، کوکرتان چھِ بٕراہ وُچھم بدرنگ تہٕ بیہ ساد
کھیشرٕ رٕکھِتھ تُل ۔ مےٚ وُوٚل اَتہٕ ہشہٕ اَتہٕ نٕنتہٕ لیٚمیہ ہشہٕ گاتہٕ آسیم بہ تہٕ
کھاپٕنہٕ ۔ ترِ تہٕ کھارِم ہیٚچِھ ۔ گٔژھتہٕ تگیم ۔ [illegible] ۔ ترِ وپر کوٚنُم قدر بہٕ تہٕ
کوکرتان پہٕ واٹِھم زوٗرہٕ ظُلمن گنگہ بوٗن ۔ اَتہٕ پھِر آوِتھ گوٚس تہٕ [illegible]
سِنٛدی یا منیجر صابن نِش تہٕ لوٗگُس گٔرزٕنہٕ "کیوں کشمیری کی توہین
کرائی ہے ، کشمیری چکن ایسی واہیات چیز ہیں نے آج تک نہیں دیکھی ہے
یہ ایٹم مینو سے نکال دو ، ورنہ ہوٹل بند کراؤں گا ۔ تٔمۍ مَنٛگ مٲفی ۔
ماملہٕ گوٚو رفع دفع ۔ نوکہ اَرساتس بہٕ دوٚنٛتھ گٔنہٕ گرٕی مَس پٲنٛسہٕ براہ

حوالہ تہٕ کشمیری چکن دیُت مَس بتھس بٔرتھ ۔ مغز زایان ڈراس ہوٹلہ منٛز ۔ چھوو کھوتام تہٕ نَشہِ کھونت مۍ ۔ ہتاپانہٕ کیلہ درجنا کھیٚنہٕ تٔمہِ تو تہٕ کھوٚپہ پرکلو جوراہ کھیٚنہ اور کیٚتہ تیالہ لوگکھ ۔ کشمیری چکن کھیٚنہ ۔ معلوم کٔرس پیٹھ نیو وۍ زِیم چھہ تھۍ تہٕ یہی ضیافتھ کھیوان ۔ خبرا ہوٹلہ واٲلی آسہِ شکر گورمنٹ زِ کاشُری تصرف وارَن تثر آوی ۔ تٔمہ دور بجے تام روٚدس اور پیور نزان اُتہٕ زکھ زایان ۔ سُتھ بجے دوٚتس یہ کیٚتھ گوہالی بیہ بپھر تھ بیتہ میانہٕ باپتھ آسام ساتھیہ سمھا ہِکن تہٕ کپوول ووٚتھ ودنہ مۍ راتس سو کھ سوو کھوٗنہٕ باپتھ پٔزارن ادس ۔

۲۹ دسمبر اوس میون آسامک معروف دوہ ۔ صبحایے ووٚتس آسام کلچرل معاملن متعلق اکادمی (قایم شدہ ۱۹۶۰ء) ہندس ڈائرکٹر تفضل علی سُندگرہ ...... کیٚتن معاملن متعلق کتھ باتھ کرنہٕ پتہٕ پزرہ مۍ تمِس آساکین دوہ پربکین متعلق یِم زیادٕتر مسلمان چھہ ۔ تمۍ دیُت نہٕ اکِس جوز تھونہٕ تہٕ بھیرتہٕ وول دانشور آسنک ثبوت ۔ تمۍ ژٕ اتھ معاملس متعلق کیٚتہ کرن وزاور پیور ہوڈ ۔ یہ کتھ چھیٚ پھرٕ لایق ز آسامچہ کُل آبادی ہندی ۲۸ ودہ فیصدی چھہ مسلمان ۔ خبرا بھارت سرکارک ایجنٹ زانتھ مازِ دنیُو ترصعہ تہٕ چھیٚنہ روپہ پینشن کرکھ تہٕ سو نہٕ پینشن مۍ کرے یہ اتہٕ ادبہ یودر بیہ تہٕ الکہ معاملس متعلق کو نریخ کوشش کینہ پیوم نہٕ پلہ ۔ دُنیا!

اَکے مُلکہٕ ! اَکے خاندان ! مُلکن ریاستن منٛز سرحد تھوٚوٕنہٕ تہٕ وۄپر بٲگین مَسلہٕ کتھ بُزِ یادہٕ بیٚٹھ۔ سیاسۍ مَسلہٕ ساوان تہٕ اَتہٕ بیلہٕ یِژھ تیلہٕ تُلان تہٕ۔ آسامہ بابتھ چھُ یہ مَسلہٕ پٲدن تہٕ پیچیدٕ تہٕ یٚیمِکیٚ اَکھ پہلوٗ ہیٚنہٕ آمُت بجور بھارتی مُسلمان تہٕ چھُ۔

محکمہٕ اِطلاعاتچہ شرمتی نِروداپور دولوے کوٚر میٚنہٕ آسامس اَتہٕ کیٚن تہذیبَس تہٕ کلچرس مُتعلق شایع شُد مواد بہم سُیس میٚنہٕ آسامکۍ لوٚکہ زانہٕ نَس تہٕ سَستی بیٚنِہ شٕر سرزمین پیٚٹھ کھاونَس منٛز مدتہٕ میوٚول۔ سَتہ بین تہٕ ییٚم بیٚون پٕردیشن باگہٕ چھینہٕ آمٕژ گیہ ۔۔۔ آسام ، میگھالیہ ، منی پور ، تری پورہ ، ناگالینڈ ، میزورام تہٕ اروناچل پٕردیش۔

آسام سٹیٹ میوزِیم چھُ وُچھنُک لایق۔ اَتہٕ چھِ یتھ کالکۍ اِنسانی تہذیبَس مُتعلق آثار جان تہٕ زیٚر پاٹھۍ زٕژھر آوِتھ۔ یہ چھُ یِژھ پاٹھۍ نوادراتن ہُنٛد خزانہٕ ــ مُختلف اِنسانی تہذیبن ہٕندۍ آثار ییٚم آسامس منٛز یتہٕ لبنہٕ یہ چھِ اَتھۍ میوزِیمس منٛز سو مبرِتھ سکن ، مورژن تہٕ باقے نوادرن ہِندِس صوٗرتس منٛز۔ ڈاکٹر این۔ پی۔ چودھری رجسٹریشن آفیسر ییٚم حال عالے کٔشیر ہُنٛد سال گرِتھ آمتۍ آسۍ ، رٕٹ دی مِنۍ اَتہٕ کیتھو متین آثارن ہٕنٛز زان کرناونہٕ بابتھ وۄدٕ دِلہٕ۔

آسامُک موسیقی ہُنٛد سٹیٹ کالجُ یُس سنہ ۱۹۸۱ ہس منٛز قایم چھُ گۄرمنٹ

تہٕ وُچھم۔ اَتہٕ وُچھ مےٚ اَفسرٕ تہٕ اُستاد زیادٕ تہٕ طالب علم کم۔ یِم چھِ وۄنہٕ کھوٚکھتی کران۔ خۄدایے لاگُن یِمَن پٔرٕ وۄتہٕ۔ سےٚ منز بازرس چھےٚ اَکھ مسجد تہٕ بۄڈ عالیشان پاٹھۍ تعمیر کرنہٕ آمٕژ یتہٕ مےٚ دِگر نِماز پٔرتھ وُچھ۔ دۄہَم تلوار وۄڈ دِتہٕ تہٕ کُل عالمس رت کوٚچھ۔

۲۹ دسمبر وۄنہٕ اس یہِ آسام بازرس ژولیہِ پوٚنی نظر اہ دِنہٕ۔ اَکھ تہٕ شراب وان گوم نہٕ نظرِ یہٕ نہٕ چھُ یژھ پاٹھۍ یتہٕ کوٚچہ پتہٕ کوچہ شراب وان چھِ شہر سرینگرٕ تہٕ چھُنہٕ یتہٕ کینہہ۔ آسام ساتھیہ سبھاک اَکھ دفتری باپس تعلق دار ملاوس اوسُم یتہٕ۔ چونکہ پگاہ اوسُم تیرُن تہٕ دِلہٕ بام اوسُم دۄن دۄن تہٕ دۄن راژن ہنٛد مسلسل سفر طے کرُن۔ مےٚ چھہ ڈبل روٹہِ چھہ جۄڈ تہٕ وۄد وۄتُن اَکس مُسلمان ہوٹل والیس نِش تہٕ پژھ ژھمس۔

چنانچہ ہا مالہٕ ژھانیار گیہہ۔

ہوٹل وول کَتھ مالہٕ ژھنہٕ کینہہ بۄڈ مالہٕ (BEAF) گُفتہٕ چھُ۔

مےٚ وۄنُس تعلق دار صاحبس کُن اِشارٕ کران زِ بۄڈ مالہٕ گژھ نہٕ وۄکھانہٕ پیوان۔ ہوٹل وول وۄتھ بہتہٕ تہٕ بولیتہٕ۔ یِم ہیٚر ہنٛدٕ یانہٕ چھِ گُھیوان تہٕ کیاہ زِ کھوٚران۔ مےٚ سوٚچ اَندری سانہٕ چھُ اَتھ تیم وَتان یتہٕ پژھہ کتہٕ نہٕ وانہٕ کرِ لبوُد وِہار خبر م چھِہ تہٕ یتہٕ اَکثر یتہٕ مسلمان ہنٛز چھےٚ۔ بۄڈ مالہٕ گُفتہٕ اودہ کھلو تلم تہٕ وۄنہٕ اس۔

۲۰ دسمبر دوہ پتہ باہہ بجہ تین سُکھیار لہ گیتہ دِلہ نیرنہ برونہہ گوس بہ آسام ساہتیہ سبھاہکہ ڈسٹرکٹ لائبریری (قایم شدہ ۱۹۵۲ء) ییتہ ترہ ساس کتابہ چھےٚ تہ آسام سٹیٹ لائبریری (قایم شدہ ۱۹۵۴ء) ییتہ وُہ ساس کتابہ چھےٚ۔ ڈیچھنہ ییتہ بہ آسامک تہ کشیرہ ہندِ تاریخی رِشتہ بدبُدگرنس منز کامیاب گژھہ۔ اَتہِ پتہ برونٹھ کنہ چھ خوش نمائشس منز علاوہ ادبہ کین مرکزن ہندِ حُسن وجمالُک بُرپُر چھ کران تہ پارادِتھ چھ تھوان۔

برہم پتر دریاوِ بٹھین ادرپور دِ ژھینتمان خداداد حُسنکی تعریف چھ مہاتما گاندھی ییتہ اَمہ پاٹھ کران۔

"آسام چھ دِل نِو وِنِم تہ لٹہ بہ وُنین نظارن ہندہ وطن۔ یتھ ہمہ زِ دوری یا بے منظر چھ دُنیہس منز نہ پہ دِنہ پہ گژھان۔ مےٚ چھ جرمنی ہند تیمز دریاوُک (THAMES) شانداد تہ بے مثال مناظر وُچھمتی۔ مگر مےٚ چھ نہ ییتہ ترہ کانہہ عیاسہ زنتس، ییتہ قدرتن تِمہ فیاضی سان تہ ییتہ یاکی عظیم تہ وِشال ندیا پارادِتھ تھوو ہز آسہ۔"

آسام! الوداع!

---

ینگ انڈیا ۱۹۲۱ء

الوداع! آسام! اُسوما! جوہر روٗس۔

**سفرُک آخری پڑاو دِلی :۔** دۄن دۄہن تہٕ دۄن راتن ہیتھ
ریلہِ سفر کٕرِتھ وۄتُس بہٕ یکم جنوری ۱۹۸۳ءٔ بٹوار دۄہ صبحن باگی دِلہِ،
یتہِ نوٚبھارتُک دٔب دٔب کرن وول ہل ولنو۔ پرِتھ کانٛسہِ تہٕ پرتھ کُنہ
اوٚسُس بہٕ وُزِتھ وأنجہ نوٚورِ یکُٕ نوٚو آفتاب ہیتھ میارکبادٕ پیش
کران۔ مغربی بنگالہ، اُتر پردیش، بہار، نیرِتھ تہٕ برہم پُترس، گنگایہ تہٕ جمنایہ
بُٹھ نیرِ ملوٚچھ سأرِتھ اوٚسُس بہٕ دِلی کانٛسہِ ہٕنٛدِ دِل مل تہٕ موکھ اسپہ
وُن، وُچھن یژھان۔ ۲۰ دسمبر خاطرٕ خوٚمہِ باپتھ ریلہِ ٹکٹھ حاصِل کٕرِتھ
وۄتُس بہٕ سینٛدُے۔ ۰۵ پرتھوی راج کشمیر ہاوس یتہِ جاوید مخدومی
(ریذیڈنٹ کمشنر) صابن میانہِ قیامہ باپتھ اِنتظام کٕرِتھ تھوٚو مُت
اوس۔

اتہِ نیرِتھ گوٚس بہٕ ساہتیہ اکادمی لائبریری، سنگیت ناٹک اکادمی
علاقائی زبانن ہنٛز ریفرنس لائبریری، نیشنل سکول آف ڈرامہ وُچھنہٕ۔
علاقائی زبانن ہنٛز لائبریری ہٕنٛدی لائبریرین جناب ڈاکٹر
بھٹاچاریہ ہٕن وۄن زِ لائبریری چھِنے وُنہ بنانے تہٕ کأشر سیکشن ترتیب
دِنس کُن تہٕ بیہ توجہ دِنہٕ۔ مے سوزُس اکادمی ہٕنٛد کتابہ فہرس،
یہ چھِنے خوشی ہنٛز کتھ زِ یمہِ ہیٚژ وارِیاہ کأشر کتابہٕ تہٕ لائبریری باپتھ

مٔلی۔ واریاہ کأشرۍ دانشور، اَدیب تہٕ لیڈر چھہٕ کالہٕ پگاہ دِلی آسن۔ تِم چھینہٕ اور گژھنک تکلیف کران تہٕ لائبریری والین وَنن زِ سارے کأشرِ کتابہٕ گژھن واریاہس تعدادس منٛز وسیاہ کتھو نہٕ ییٚنہٕ۔ مے کوٚرُس بسم اللہ۔ بیٚتہٕ زانہٕ دَے۔

ڈپٹی ڈائریکٹر کلچرل ریسورسز اینڈ ٹریننگ سٔنٛدِ یہِ وَنن زِ جموں و کشمیرِ کِہ طرفہٕ چھینہٕ تِمی ماہر و استاد اَور سوزنہٕ یوان یِم تہذیب تہٕ کلچرکِس سائنس وراثتس تہٕ تمہِ کِس تحفظس سٟتۍ انصاف ہیٚکہٕ کٔرِتھ۔ تہٕ چھُ اَمہِ کنۍ سٔنٛز دعوت دِوان تہٕ سانہٕ غلط رۄی ہُنٛد تیٚوٚتہٕ تہٕ۔

۲ جنوری ۱۹۸۳ء گوس پرگتی میدان ییٚتہٕ ہندوستانکہٕ علمی، تکنیکی، سائنسی تہٕ صنعتی ترقی خاطر کٔرِتھ تہٕ باقی دُنیہچہٕ ترقی ہُنٛد مجموعی نقشہٕ مختلف نوادرو تہٕ فنی نمونو ذریعہٕ ہاونہٕ چھُ آمُت۔ "نہرو پاویلین" پأماوِمک تہٕ سجاونک اَنداز چھُ ہر رنگہٕ قابلِ داد۔

فائن آرٹس تہٕ کرافٹس سوسائٹی گوس کُل ہند تصویرن ہٕنز نمائش وُچھنہٕ۔ یہِ اُس بیٚڑ شاندار تہٕ بے مثال نمائش ییٚتہٕ منٛز ہندوستانکیو فوٹو گرافرو کیمراچہٕ دوربین نظرِ وانسأنی اَدۍ یہِ کتہٕ کرِ وِنہٕ اَنداز اَسہِ شیٚوِتہٕ ڈکن آسے اٰدۍ میٚتہٕ ممتاز فوٹو گرافرن منٛز ییٚمن ہٕنٛز تصویرہٕ اَتھ نمائشہٕ شوبہ رأوتھ آسہٕ، چھہٕ ناو ہیٚنس لایق جناب رگھو رائے، پی۔سی۔ رتیل، جناب پال جوگ، تہٕ

وِجے ٹھاکر سنگھ بێتر۔ کینٛہہ نادِر تہٕ نایاب تصویر چھےٚ میٚنہٕ وُنہٕ تہٕ اُچھنیٚ تَل زَنتہٕ زندگی ہندی سٕنہٕ تہٕ گٔژھن تحریر باوان ۔

اَتہٕ آس اَمی دوہہ BSPD کِہ طرفہٕ کتابن ہٕنٛز بارہ نمائش تہٕ لاگنہٕ آمٕژ۔ نمائشہ منٛز آسہٕ سیٹھا مولہٕ تہٕ نایاب کتابہٕ تھونہٕ آمٕژ۔ میٚنہٕ بۄڈ تۄہہ گیہ ناوی کینٛہہ کتابہ ہندوستان تہٕ ایشیاکس آرٹس تہٕ اَدیبس متعلق تہٕ وِداسس پیٚٹھ گیٚژ پرٕژ تہذیبش کاسٕتہٕ ییٚلہ کہ ہُرا دِتھ۔ تمێن تہٕ پرٕن چھُ اِنسانس اَخری دمس تام ۔

۲۰ جنوری آس ٹنڈر وارہٕ تہٕ نیشنل میوزیمٕچ اسسٹنٹ ڈایرکٹرن تھوو توٚتہٕ مِیانہٕ بابتہٕ گیلرین ہندی درواز یٚلہ۔ برِ صغیرٕکی اِنسانی تہذیبچی تاریخی آثار چھ اَتہٕ انسانی تہذیبچ تاریخ ہنٛز واںہ تہٕ دَرپہٕ دیتہٕ ہکاوان ۔
نیشنل آرکائیوز (آثارِ قدیمہ) تہٕ گٔژھ۔ اَتہٕ چھِ مختلف زبانن منٛز نادر قلمی نسخہٕ بێتر۔ محققن ہنٛدِ بابتہٕ دستیاب سہولیتھ وُچھتھ چھُ ساںنی برکژن ہنٛد اعتراف لازم حالانکہ وُنہٕ تہٕ چھےٚ اَتہٕ مطابق جدید ترین سہولیتھ فراہم کرنہٕ یِنہٕ ۔

باقی نادرِ روزگار جایہ ییتھہٕ پأٹھ زُونہ وُچھتھ آسہ لۄٹ پہ اَمی دوہہ شام تام وٕزتس چھےٚ ہمایون سُنٛد مقبرٕ، درگاہ حضرت نظام الدین اولیاؒ تہٕ حضرت امیر خسروؒ، غالب سُنٛد مزار تہٕ غالب اکیڈمی بین الاقوامی قرأتی تہٕ خطاطی

ہُنر نُمائِش یوسہ ہمدرد نگرٕ تغلق آبادٕ لاگنہٕ آس آمٕژ۔

۸ جنوری صبحاے گوس پارلیمنٹ ہاوس وُچھنہٕ۔ قانوٗن سازیہٕ ہُک یہ قومی ادارٕ چھ گوٗلہ شکلہٕ شاندار عمارتس منٛز ییتہٕ لوک سبھا تہٕ راجیہ سبھا دوشوٕنی ایوانن ہندی اجلاس وَرِی یَس منٛز دوہ یہ لَٹہٕ چھ لگان۔

اِنڈیا گیٹ نکھے ہندوستان کِس اوٗل شہری راشٹرپتی سُندس دفتر راشٹرپتی بھونس تہٕ تراوم ژٕلہ پوٚتہٕ نظارہ تہٕ اَتی نزدیکھے چھ سپریم کورٹ تہٕ یُس ستھ پاٹھی قونونک محافظ چھ مانہٕ یوان۔

نیشنل گیلری آف ماڈرن آرٹ تہٕ اَس لوٗکن ہُنرٕ لِجھٕ۔ اَتہٕ اَس بین الاقوامی شہرت یافتہ مجسمہ ساز (مُترٕ گر) روڈن (RODIN) سٕندس یادس منٛز ہند۔ فرانس ثقافتی تبادلہ کِس پروگرامس تحت اَکھ شاندار آرٹ نمائش لاگنہٕ آمٕژ۔ مصوری ہندِ ین نموٗنن منٛز اُوس نوین تہٕ پرانین زنگن تہٕ رٕکھن ہند لوٗبہ وُن مِثل قابل رشک۔ ریاست جموں و کشمیرٕ کہ نُمایندٕ ممتاز ملک گیر تہٕ بین الاقوامی شہرت یافتہ مصور جناب سنتوش تہٕ ترِلوک کول آسی اَتھ نمائشہ شوٗبہ راوِتھ۔ مےٚ دوگنے یہ شاپہٕ ز اَسی تہٕ چھ کینہٕ گرٕ ژٕز منٛز۔

باشِرِ بانٛبرِی سٕہی تو تہٕ ٹگی مےٚ دِلہٕ ہُند رُو (جرٕ یاگرٕ) وُچھنس یاترٕ کانٛہٕ ژ۔ اَتہٕ چھنے خودا یہ سٕنزٕ نَے قودرتھ ییتھ کاینٲتس ہُنٛز دعوتھ دِوان۔

بالا فنکارٕ ہِندِ پٕن زاوِ جارن کُس واتہٕ تیمہٕ پٔرتھ زُو وأتھ
پَنِنہِ پَنِنہِ خصلَتہٕ تہٕ خاصیَتہٕ تھَوٕتہٕ پٔرتھ کاسہٕ کٔرِتھ پَنِنہِ اَثر وِیتھ۔

جامعہ ملیہ اسلامیہ یُس چھُ جدید ہندوستانٕکین بایہٕ بٔڈِ پٕن تعلیمی
ادارن تہٕ دانِشگاہن منٛز خاص اہمیت حاصِل۔ اَوٕت ہٕ گٔژھن ہٕ سیٹھہٕ رہن
ہیہ منیاٗو ثقافتی زیارتھ اوٗلیجی۔ اَتہٕ گوٗس بہٕ خاصکٔر تھ دوِن شعبن ہٕنٛدِن
سربراہن سیتھٕ۔ تِم گیٔ اُردوٗ ہٕنٛدی جناب گوٗپی چند نارنگ تہٕ عربی تہٕ فارسی
شعبکی سربراہ جناب مُشیر الحق یِہ زانِتھ سیٛدُس بہٕ سیٹھاہ حیرانُس زِ فارسی
شعبس منٛز چھُ یِتھٕس قومی دانِشگاہس منٛز فارسی طالب علمن ہٕنٛد تعداد
نہٕ آسنس برابر۔ اَتھ نادو میدی منٛز چھُ تِمہٕ ساتہٕ بیہ ہِن ہر رسیدان
نیلہٕ اَنِہ یہ گیتھ چھُ زیٛنان زِ ہندوستانٕچ تہٕ خاصکٔر تھ مسلمان دورٕچ
ثقافتی تہٕ سیاسی تاریخ چھےٚ فارسی زبانٕ منٛز لیکھتہٕ۔ اَکہٕ حسابہٕ چھُ اَسی جُزوی
ناخواندگی کُن پکان۔ جامعہ ملیہ ہٕنٛس سیٛتہٕ ڈاکٹر ذاکر حسین میوزیم چھُ
اَدٕ کٔرِ تھٕوٗ گٔرِ یا ٹھولاگیتھ تھوٗ نہٕ آمُت۔ اَتہٕ اوٗس نہٕ تِمہٕ ساتہٕ اَکھ تہٕ
اُردوٗ زانن وول ملازِم حالانکہ یہ میوزیم شایانِ شان پأٹھی تھوٗنہٕ
باپتھ چھُ تہٕ آسُن ضروری۔ وزیٛر ٹیکس میٹھ تھوٗ میٛ ہنِنہِ شکایتہٕ
لیکھِتھ۔ ڈاکٹر ذاکر حسین چھُ ہندوستانٕکی جمہوریتٕکی صدر تہٕ رُودی میتہٕ۔
تِم اَسی ممتاز ماہر تعلیم آسنہٕ علاوہ معاشیات تہٕ معدنیاتکی تہٕ ماہر۔ تِہنٛز

ہمہ جہت شخصیت چھے میوزیم ہیرنہ ماوِ تھوونہ سیٹھا رُ او ہتھ ۔ وزیٹر ٹکس پیٹھ
کریو ڈ منے تجویز زِ یہ میوزیم گوتھ ہیرِ گتی مادان کس جواہر لال پاو بیعن انداز س
پیٹھ لاگنہ یِن یتھ ذاکر صابنہ زندگی ہند ساری پہلو ترتیب وار تہ
تاریخ وار بروٚنٹھ کُن یتھ ہیکہ ہِن ۔

ثقافتی دورکس آخری دوہن وچھم گوڈ انوار برلا مندرس ہندوستانکہ
موجود مندر فن تعمیرک نایاب نموٗنہ چھُ ۔

جنتر منتر چھ اَتہ تہ لوکن ہند توجہک مرکز ۔ یہ رصد گاہ چھے آثارن
ہندِس صورتس منز نموٗنہ سارو ے رصد گاہو منز یتھ کُن یمہ جے پورک
مہاراجہ جے سنگھن سُلطان محمد شاہ ( ۴۸-۱۷۱۹ ) ہندِس حکمہ کس
تعمیلس منز تعمیر کرٕتھ یتھ تارکن ہند مطالعہ کرنہ ہیکہ یتھ تہ قدرتک تہ
انسانہ سُند رشتہ بارگنڈنہ ییہ ۔

یہ چھُ حسن اتفاق زِ دورکہ آخری دوہہ دراو میون سوویت
پلوتارکہ نبس وُڈ دنہ تہ خیالن ہُند وُڈُو پرنگ ۔ وُچھاو زِ یتھ زابدی
عقیقہ دوشہ چھ بیا چشمو وُنراو کھ ہیٚکہ زِ تہ اَکس فنکار سُنز کام تہ
چھے پہے زِ سہ ترار اَکہ زعو یہ ہند ساس مانہ ۔

۲, جنوری ۱۹۸۳ ہُک شامن باگہ دراس یہ جہلم ایکسپرس ٹرینہ کیتھ
پنزِ لہ وٕنس شبنمی تارکہ نبس تل ، یُوم کُن یِنہ مالنہِ وطن کشیر واپس ۔

کٲشرِ یتھ یێمی بتراتھ ہُنٛد جوٚنتھ چھکھ وۄنمُت ۔ اَتھ سفرَس لوٚگُم اَکھ کاشُر جواماہ سیتی ۔ یێمی پنہٕ دَیتہٕ وُکھن تل ترٛاوتہٕ کرٕ ۔ زَن اوسمَس تُبہ مووٕرمُت میٚنے آو گنیتہٕ پھیر جیر زبون وَسہ تہٕ وونُنہٕ یاژھ دِتھ وَنُن کتھ کرتا بابا! واتیٚخ ہا آیلم پھٹنَس ۔

یتھ یاگھٹہٕ وۄقتہٕ میٚون اَکھ رتیک ثقافتی تہٕ ادبی دورِ وارِ کارِ اَنٛد ٹِم دوہ ہینکہٕ اَزتامچہ پننہٕ زندگی ہنٛدی سارویے کھوتہٕ بامقصد حسین تہٕ جمیل دوہ ۔ گنٛٹزرِ یتھ تہٕ کیاز خوداے چھُ حسین تہٕ تَس چھُ حُسن ٹوٹھیُس یتھ کاینا تکس ذرَس ذرَس منٛز لوٚن آسِتھ تہٕ پوشید چھُ ۔

# پھُوٹ

گژھِتھ دوٚہ ہیٚلہٕ لین دین جنسہٕ بدل جنس تہٕ چیز بدل چیز ہٕیتھ دِتھ کران اٚسی تہٕ ہیٚلہٕ پتہٕ ووٚنہٕ سکہٕ یا کاغذی نوٹ بارسس اٚسی آمٕتی۔ زندگی اِس قطرٕ زیادٕ قریب تہٕ سیٚزٕ سادٕ۔ انسان اوس ووٚنہٕ سِرٕ ژورٕ پٕتھ اڈٕ گرٕ تھووٚکرٕ ووٚتہٕ روپیہٕ یَن لوارِچی سفرٕ ڈلہٕ گنہٕ تہٕ سوٚت سوٚت جاری تھووٚکہٕ۔ یوٚت یوٚت انسان اَکھ اَکس نِشہٕ دورٕان گوو تہٕ زندگی ہُنٛد بڑوہہ یکنک رفتار تیز گوو تیوٚت تیوٚت پیوٚو انسانس لین دینک سہل تہٕ آسان ذری یہٕ ژھانڈُن تہٕ اَکھ قابلِ قبول میٚنٛژ بدٕ گنڈُن۔ کاٛشہٕ تہٕ مولہٕ تھووٚد جاندار یا بے جان چیز رودیہٕ اَہم ضرورتھ پورٕ کران۔ ترام، روپیہٕ سون بیترِ دِتھ چھ اَکھ سِلسِلہٕ مشرمانہٕ تہذیبچ بنیادی ہیر پاؤ۔

گوڈٕ آو حضرت آدم تہٕ حوا۔ اَتہٕ آے تِہندٕ اولاد ذُری پیٹھ۔ بیٚون خاندان تہٕ قبیلہٕ بنیٖ چھلہٕ ڈگرٕ گژھتہٕ مُلکن ہِندی مُلکھ وجوٗدس آے۔ گوناہ پھٕٹوٗد بنٕن چھُ سانٛنِس وجوٗدس سٟتؠ تیتھؠ کنٛہ گنٛڈِتھ یُت مانہٕ تہٕ نم چھُ اَز تھٲیِن تہٕ لازِم۔ بیٚیہ کتھ کانٛہہ لفظ چھُ گوڈنیُک خاص معنہٕ باپتھ گرٕنہٕ یا کتھرٕنہٕ لیوان تہٕ پتہٕ چھِس ساس معنہٕ داماتُن جران روزان۔ اوتہٕ اَدٕ تُرِکہ اُوسس پنہٕ کِتھ سفر کران تہٕ اوور لوڈٕیس اَز کل ڈستوٗرِ چھُد تیٖمبٕہ لُر شُنے کران والین منٛز بتہٕ شامل چھُس تہٕ کیاز منیا میٚن یادِن چھُ پار روٗد ٹکس لیکھتھ۔ لوٗڈٕ قرار تہٕ سو کتھ گژھتہٕ کیت؟ اَکس سٲنیٚس پیٹھ رُکے یہٕ بربک دِنہٕ سٟتؠ ہتہٕ کنٛہ لَس زُنتہٕ پرتِھ تھوٗل اَسیٚن لاینٛ۔ تِمہ دالیس اَسی چھو نہٕ تہٕ پینیا یہٕ سوار پیٹھ پھٕس بتہٕ کلہٕ واری پکوساٹھ وشِٹھ ٹیکن "کنٛڈ نِکر صاب لوٗگ گژھنہٕ۔ اکھ زمانہٕ سوارِ تہٕ گھرٕ لِیس خودائے کری نشن نمہ کتھ" لوکچ لوکچ ٹری شیٖشہِ منہٕ ہن تہٕ سٟتؠ آسہٕ" اَہن لی اچھن گیود پیٚنزے چھانہٕ خاطرٕ کرِتھ کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ مگر چھانِس پھٔٹھ وأبس کیاپنہٕ۔ وٗونس اَکھ دانا یہٕ دُہرن لیس سٕینہٕ پیٹھ بُڈ کماہ سان بہتھ اُوس تہٕ تُس نہٕ زنتہٕ ماعبہ بنیٚنہٕ دوٗل اوس۔ میٚنے اوس اوت تام بوٗز نہٕ پھٕٹوٗوت" گوٗو نکہٕ سکہٕ پونٛتہٕ ٹونک یا نکہٕ چیرن از توٗگم بوزُن زِ شُری واجنہٕ زمانہٕ تہٕ سکوٗ نتہٕ تہٕ شُر حدرٕ ٹھنہٕ باپتھ لیکھن والین

شاعرَن ہُنز زیوٚ گئے سو پوٚتی کو کرِتھ۔ پانے سوچ توٚشری واجنہٕ ڈیکھ
بجہٕ ماجہ کُس ہُتہٕ کُھتہٕ آسہ یہ شائستہ لفظ بوزِتھ گوٚو مُت۔ ماجہ ہُنٛد
فقرٕہ بجر چھیوٚ خبرے پوٚز ساتس شہر ناپر ساتس منز ہے خادر ڈبہ کُستھ! اِتھ
چھُ ملکہ ہیتہٕ زیادٕ شرن زخم دِتھ والجن ماجین بنٛین بٔڑی بٔڑی قومی اعزازہ
دِوان چھِ۔ شرط چھ خود یہ ستئن عطا کرِتھ ننیامٕتن ہُنٛد پیہ کٔڈ کتھ
تِمن ہُنٛد پوٚر پوٚر فائدہ تُلن۔ وو ڈیس آتھ برادیو۔ تس کیاہ کرِ زٕ تس
روز ہر ہمیشہ آدمین کھ پریشانی کران۔ گو ڈکیا وو ڈ چھہ مس خراسان
بلکہ جِرن پھری پھری اتھے سیاہ گڑھان۔ شہ گتہ اَلوسون تہ رتھ کھتی
سانہ باپتھ رچھیہ ووٚر ہر چھنے۔
"ہے بابا! ان ساتھ آنہ۔ مینے ہسا چھ بتہ پہن وسن یہ ہسا ووس۔
گوڈ چھیوٚ ہیتے کنہ مشراونک عادتھ۔ اتھے کھیتم اکی کلیشر صابن تہ تحفہ
پانٛسوٚ یرلہ ڈہ روپیہ یہ اس پتہ بس منزلس واتن واجنہ بیاکھ سواری۔
ٹساپہ کتہ اتہ پھٹووٹ۔ مینے کیا پانہ گریچ مشین چھا چھندس۔ گوڈ گوڈ
ناگاہ کھتہ بڑو ہتے پھٹووٹ چھندس تھوون۔ یا گوو اسہ چھیہ گاڈ پھنڈس
ڈکیں تھوومُت لیکھتھ "سفر کرِتھ وقت ہیرِ چیز ساتھ رکھیں" تو وس
در جواب کنڈیکٹر صابن گوشہ حق داد آیہ کھش کھش دِوان۔ تِھی وُلُ تہ
سواری کتہ تھر پھٹووٹ۔ یاتہ چھ پھٹواتہ باپتھ بچھ دین وُلر رچھتہ

نَتہٕ آستانَن تہٕ مندرَن گژھہٕ مسجد کرٕنی ۔ ینکہٕ والین ہنٛد طلسم پھٕٹِتھ چھُ بدل ۔ تِمَن تہٕ گژھہٕ گمشتن آسُن یُس بلاشک بٔڑ بٔڑ باپاری نَتہٕ دُکاندارَن دِتھ ہیکَن ۔ یہِ کھبہٕ تہٕ کھہٕ عام خریدارن سٕے یُس نہٕ انگریزَن فنڈٕ دِتھ ہیکہٕ تہٕ نہٕ سیاسی پارٹِیَن ہنٛدی چنٛدٕ بٔرِتھ ہیکہٕ ۔ اتھ وونکہِ یِس لگہٕ تِس لگہٕ سرکاری مہاراج صاحبنٕ ذمہٕ داری ۔

اتھی گاڈہِ ہانٛزِ یا وائل یا تھرَس منٛز بیٖٹھِ گاڈی مقامَس پٮ۪ٹھٕ وٲتِتھ ۔ سوار چھِ دِرَن ہنٛدی یا اتھی کنٛڈکٹرَس اَنٛدی اَنٛدی الوٚنٛد گژھان ۔ "دِسا اَکھ آنہٕ دِسا رُوپے" ان سا یا ژہ رُوپیہٕ میٚنے ہسا گوٚڈ یہٕ جفر پیسا چھم واتن ہشہٕ کرِتھ چھیٚ دُہلہٕ چٔرِ گٔیہِ تھس منٛز غائب گژھان ۔ تہٕ نَتہٕ صحراوَس منٛز بَس تہٕ کیبٕولن تہٕ رٔوی میٚن راہ مُسافرن ہنٛد آلو ۔ کنٛڈکٹر تہٕ نیٚتھ تہٕ چھِ دوٚن دوٚن ترٕین ترٕین تہٕ ژوٚن ژوٚن تہٕ نِتھی کران ۔ وٕنی توٚ جنابہٕ چیٖری رشتہٕ کُس آسہٕ منظور ۔ یتھ اگر پھٕٹوٲلی شریکہٕ زنانہٕ مورہٕ کور ہُنٛد یا کانٛہہ دیدٕ صاب آسہٕ تیلہٕ چھِ میٚے ہُنٛدِس سادٕ منوشہٕ سٕنٛدِ خاطرٕ پھٕٹوٲلی یا اَنہٕ مٔلیٚنخ گژھتھ ترٲو دٕنی جان ۔ اَکھ میلہ ژھٔرہٕ مدٲری تہٕ ییٚہ بٔڑ میٚ ہنٛز بے نادِ سٕنٛد تہٕ یا تہٕ خودامہٕ گرٕن چنٛدس آسی تِن ییٚہ کانٛہہ یا اَنہٕ یا مٕتہٕ آسی تِن ۔ اُدٕ پیٚچھ نہٕ زٕن ییٚہ ییٚتھ کٔنی میٚنے اکہِ دوہہ بہٕ منٛز دوہٕ ژھیہٕ نوین پانٛژن یا شٕن ہنٛد با ییٚتھ چھٕن ہیٚو زٕ کراچہٕ

دِنہٕ ونہٕ یِزِ تَس صرف یییہٕ ۔ تِمَن دوہَن اَسی یاژھہ نۆی پاُٹھۍ تہٕ بڈٕ گَمتہٕ
تَنہٕ گَییہٕ وونٕی تقریبَن وُہ وُہرِی یِتہٕ پھِر چھہ بِر بار یہ مشہوٗر چھیٚنہٕ ژوٗر
حضرات پننی کام نوان گَرِتہٕ ۔ شاید چھہ یِم تہٕ کنہٕ ٹیکیرن بیترسیتی اَٹ
کَرِتھ ۔ یہ گَییہٕ کھشرِ پاجامس رنگ ژھینی ۔ اَسہِ کیاہ ۔

وونٕی چھہ کوچن رٲیِج گَمتی ۔ اَخبار آسہِ ہیٚون یا چاے چینۍ پاپوش
آسہِ ہیٚون یا کھہ پوش ، نگار آسہِ ہیٚون کھینہٕ باو یا پلو یا واو ۔ پھٹوا بہ
بدلہٕ یا میلہ کوچن نتہٕ تیتھ کانہہ چیز یتھ پیٚٹھ نہٕ ضوٗر وُہ رِتھ آسہِ ۔ انکار ہیکو
نہٕ کینہہ کَرِتھ یِم یتھی پتھ چیزے زیٹھس پامے توبہ ساٹھن یتھ اَلہٕ شہرس
کُن دربارَن اَسی تن یا متہٕ آسی تن ۔ مٹھا ڈار واکھ چھہ وونٕی گَرِ زالن گیث
گنڈ کھہ ڈیہ تہٕ پھٹوا لو جنہٕ رنگی چیلادان ۔ سکھ آسہِ یا سکول لڑکہ
لڑکی، زنانہ مۆژ آسہِ یا متوک سگریٹ نہٕ چیٚنہٕ وول گر گرا اکھ مرد یا
منس یتھ ہیوی سفرس مشر کھر ودٕ چیز زرٔ ھری تھ تعوینہٕ مو کھہ چھہ مادرن
بیگن ناڑ لگتھ ضوٗر وُہرِی ۔ نتہٕ گووٕ گری ہیٚن یا تیمہٕ دُنیاہس دگ
بھتوٗنی ۔ یُس ژھہ ساس وُہرِی واٹش گنڈتھ تہٕ اگر تمہٕ خاطرِ سایہ
پھِرتھ اپزٕ زادوہ سنڈ تہٕ حاصل کرنہٕ یمن یتھ کاکذن پیٹھ ہمیشہ
بوکٹ تہٕ لاوی باسو ۔

کُن پان گوو راحت جان ۔ نیتھ کَرِتھ اَنِم پانس تہٕ بیہ کانہہ لوکہ

پٔنٕز کوٚرِتہٕ پھٹو آلٕ ہارٕ۔ گرٕ قوم انگریزکو ٹہٕ سمٕت کرٕتھ یعنی وٕڈٕ ما روزٕن تیلہٕ پوٚر ریکھ نٕ کانہہ۔ پوٚز حکمران چھہٕ پٔرتھ دورس منٛز پننِ ریاستی پھٹوٕنٹ تیار کرِتھ چھلہٕ و گرٕ کران روٚزی ہمیٖ۔ تِتھ تہٕنٛزٕ پھٹوٕ ولی برقرار روزٕ۔ انگریزی توٚکھ تمو بے آ پھٹوٹ بناوی بناوی بتہٕ وادن وٕرِ ینٕ لاب تلٕ۔ اُفرس، مو قدمس، لیڈرٕس بیترٕ ہوین سارِنے حضرات نِشہٕ یِز لوٚ بے روزن ہم چھہٕ سائن یِنہ جاپہٕ یا یکو ٹہٕ دوٚر کرِتھ روزٕنس کھوٚشران تہٕ کیاز اٰتی پھٹروٕ ہٹین تہٕ اٰتی نٕ کنی۔ پانس انٕد پن کٕٹھ تہٕ جانٕس تہٕ ین ہارٕ۔ یان پھٹرٕن گو جان پھٹرٕن۔

"ان ساجٕل جٕل اٹھٕ آتہٕ ڈٕبل۔ ہم سا گرٕس دیار چھکہٕ گنٛزراوان" منے بٔج گنڈ یکٕنٛز سِنٛزٕ یہٕ آواز مست تینٛدرِ منٛز گرین ہِش۔ بھس گرٕمس نظارٕ۔ راسنے گرٕمس تتہٕ پھوٚکر وٕلی روپے ڈٕبل حوالہ تہٕ وٕدٕ تھس گاڈٕ منٛز لوٚ تی لوٚن تِتہٕ واتناوِ یوٚس خبر کوٚت پھٹوٹ انٛز ستہٕ جیرن خبرٕ تمی سِنٛزِ نو چھِ سیتی گنڈ کرِتھ تھوٚنٛز۔

# زلوے تارِ تہٕ زلوے مارِ

## زلوے چھےٚ تارن تہٕ زلوے مارن۔

سٕو زلو چھےٚ رحمت یا کٕو زلو چھےٚ زحمت۔ اگر زلو سینٕز چھےٚ تہٕ جسمکی ساری
انگ چھہٕ سینٕو۔ حدیث نبوی صلی اللہ علیہ وسلم چھُ زِ کٕو زلو چھےٚ پانٛچ وَتہ
ہاوان۔ تلوار ہُنٛد چھو گھہٕ ہیٚکہٕ بلِتھ پوٚزِ، گِتھ ہُنٛد یا زلو ہُنٛد چھو گھہ دروز
تَر تارٕ سے اَسہٕ وِرامٕژ گتھ تہٕ کمانہٕ منٛز وِرامُت تیر چُھنہٕ پھیرتھ ییکان یِتھ۔
اَکھ زبان یا زلو گیہ سو لیوسہٕ اَسی لیلان چھہٕ تہٕ ییٚیاکھ سو لیوسہٕ اسہٕ اللہ تعالیٰ
اَسِس منٛز عطا چھےٚ کرٕمٕژ تہٕ یٕمہ کِنؠ انسانس حیوان ناطق ناو پیٚیہ دییتہٕ
پیش نظرتَس سارِنے زٕو زاژَن منٛز تھوٚد مرتبہ چھُ۔ اگر اَسی اتھ باوٕژ
ہُنٛد بٕ تارٕ مِس WIRELESS ذٕریعہ وَلَن کینٛہہ غلط گژھہِ نہٕ تہٕ کیاز اَسہِ چھُ

اَمی ذٕرِ یہ اَکھ اَکِس نکھ یتھ زٕنٛدٕ روزان تہٕ دوٚران تہٕ۔

نکھ یتھ کِنہٕ زنگہٕ بےٚ زٕلو منٛاسب پاٚٹھۍ ورتاوِنۍ ، دوٚرن یتھ کِنہٕ زٕنٛج نےٚ زٕلو ورتاوِنۍ۔ کٔتھ شوٚیہ شٕرِ تہٕ سوٚچتھ کہپٕنۍ تہٕ کیازِ کٔتھ ہیٚکہِ کوٚتہ ہنتھ تہٕ ستہٕ کھار کھریتھ سۍ کڈُن چھُ محال ۔ زٕلو ہیٚکہِ پھیٹ تہٕ وہراوِ کھ تہٕ باے تاٗنِس تہٕ اِنسانیتس تہٕ پھاس تراوِکھ ، اوٚرے کِنہٕ چھُ شیخ سعدی وٕنان "گوڈٕ سوچ وارِ تہٕ اَدٕ کڈ آسہٕ منٛز کتھ"۔ اَمہٕ برونٛہہ زٕبان کھ ونۍ ، تھوڑ کھ کتھ۔ کتھ کرنہٕ طاقتہٕ سٟتۍ چھُ اِنسانس جانوٕرن ہنٛدِ کھوتہٕ تھوڈ درجہٕ۔ یُس تہٕ اِنسانس زٕلو رٕتہٕ کلام نیرِ تمۍ سِنٛدِ خاطرٕ چھُ زٕلو مہر کرٕنۍ جان۔

وٕیان لقمانس وٕنیو کھٕنٛدِ رٕ تہٕ کتہٕ ہیچھتھ دانٲیی ، دوٚپ نکھ نابیناہن نِشہٕ تہٕ کیازِ تم چھِ گۄڈٕ وٕکتھ سامان تہٕ اَدٕ قدم تراوان۔ وٕیان چھُ نازٕ اَتھ تہٕ برونٛہہ گژھِ تہٕ زٕنیٚ وٕکتھ سپدِ۔ کتھ کرنہٕ برونٛہہ گژھِ کتھ تولنۍ۔

اَکہِ بادشاہن وُچھ خاب تہٕ خاٗیس منٛز وُچھن پانس ساری دنٛدٕ نیران یِتھ زٕ دٔنٛد وُلی گیس خاٗلی۔ تمۍ دِیت وقتہٕ کٔنس دانا وُزیرن دربارِ ن تہٕ نجومیٚن نادٕ تہٕ خاب یاوٕ کتھ کرٕتھ پرٛژھنکھ اَمیُک تعبیر۔

اَکھ جوتشی ووٚنُس سوچنے کرٕنۍ عالم پناہ تۄہہِ مرٕن ساری اَنگ آشناو۔ بادشاہ گوٚو ژرکھ تہٕ دیُت وِزیرَن تٔمۍ ژٕ خوش گوس۔ بیاکھ جوتشی تہٕ اوس حاضر۔ سُہ ووٚتھ خابُک تعبیر وَنان زٕ بادشاہم! اگر جان بخشی میلم تیٚلہ کرٕ عرض۔ بادشاہ ووٚنُس اجازت چھےٚ وَن! جہاں پناہ! تۄہہِ چھےٚ اللہ تعالیٰ سارِنے اَنگن آشناوَن ہنٛدِ کھۄتہٕ زیٛچھ وانُس عطا کرٕمٕژ۔ بادشاہس آو کتھ ہنٛد یہ خابُک تعبیر کرُن ٹھیکھ۔ وٕ یہ ووٚن اندازٕ خوش تہٕ ینامہٕ دیُتُن تس لۄتماہ خوش گوس۔ اَکھی دۄن کتھن زیٛوے تار تہٕ زیٛوے مارِ اکہ تھ چھےٚ زیٛو ہنٛد لال تُس کاٚتہ ہنٛدس یلمس مٔنٛز تژاو تہٕ شۄرو سٕتہٕ پانے مولہٕ ووٚن پتہٕ۔ یِس کتھن لال ہیرن تس چھےٚ اندرہٕ وانہ پتھ دولتُک خزانہٕ وردُس۔

---

ژرتھ کُنہٕ خودار قومُس گژھ لازمَن کانہہ زبان آسٕنۍ۔ سۄ ہے نہٕ محض واتناوُک اکھ ذریعہٕ اَکھ مقامی زبان یا اکھ بولی، بلکہٕ اَکھ پُر پہچانچ لیمپ زبان۔

ای ہاگن

---

# ژھوکھ

شہ کُس دھرم چھُ یُس نہٕ اہنکارس موٗل

چھُ پٲٹھان تہٕ شہ کُس مذہب چھُ یُس نہٕ غرورس تہٕ کبرس رنگہ رنگہ رد چھُ کران۔ اَسی چھِ وُنان ژھوکس وُکرمنہٕ تہٕ زَن گو کبر چھُنہٕ اِنسانس زاہ تہٕ کٲرتھوٚد تُلنُک موقہٕ دِوان۔ کبرٕ وٕد چھُ سونس سرتَل کرِتھ اِنسانس موٚلہٕ والان۔ اَدے تہٕ چھُ حضرت شیخ العالم صاحبن وونمُت ؎

کبرٕ وٕدہٕ نہٕ مُسلمانن پزِی

کبرٕ وٕد یا کبر تہٕ اہنکار بوززی تو شولہٕ وِلی نارچ ژھھ ٹیوسہٕ زندگی ہندس مارِ مُندس عملس اَچھ ٹہٕ وُہرس منز زُلیتھ ژلی کرِ توے تہٕ چھِ شاید اَسی کٲشرِ ہندس کبری آسنس پیٹھ وُنان زِ، وُزان کِیا چھُ!

تُوکیاہ چھِس گمژ۔

شیخ سعدی سُند قول چھُ" ہوش مَند تہٕ دانا چھُنہٕ کبری آسان۔ مہا بھارتس منز چھُ امُت ونہٕ" کبر چھُ ہِنِیم بُنیاد۔ پریم چند چھُ وَنان مغرور انسان چھُ ہمیشہ شکی آسان۔ کوٚیرسُند قول چھُ" زِکھ چھِنہٕ تِتھ دیوانہٕ گی یوسہٕ اَکِس بڈِ بزِس چھِنہٕ روزان تہٕ کبر چھُ ہمیشہ رودِ روٗن مغرورس فطرتس پیٹھ وٕلی ہمہ پالوٚت ہیٚنیہ۔

دیان گچھِ ریوٗتر چھُ کلس ہٕلی ہٕلی کھسان، زِ لوٗردی کُن نَتہٕ لوٗردی کُن ہٕہی ہیٚنہٕ تہٕ یہ زِٹھ پیٚنجہٕ سپدِ تہٕ زمینس پیٹھ ہیٚ سیتو ییمہٕ اوٚردی باگرِہ وسِتہٕ، اوٚ کِنی چھُ سُہ پینی بجِن کتھ پیٹھ روزِتھ آسمانس تہٕ پیجِن پیٹھ ٹینج کوٚشش کران روزان۔

اَمہ مِثالہ تَلہٕ گیہ یہ کتھ شاید صاف زِ کبر گوٚو پینُن پان کیاہتام مَتھ زانُن تہٕ کھو رِنیہ کِنژ تامے نظر کرُن۔

بقولِ غالب ؎

آسہٕ نَن لگی پیٚنہٕ بہٕ موٗرس ہٕلو

آسہٕ نے یے تہٕ زندگی کوسہٕ شوٗب!

ظاہر چھُ زِ یتھ وسی تہٕ پُر اسرار کائناتس منز چھُ انسانہٕ سُند بجر اَتھی منز زِ سہٕ زانہٕ پینہٕ زاتُک ہُند غرانہٕ چھُونُے تہٕ زِ ھوٚرے تہٕ تس

باسہ ینٛژ ذاتہ اَمہٕ زٕنٛگ اڈٕ لیژٕی ۔ سُہ وَنہٕ پٕزٕ ژھیٚس تہٕ بیہ ژھُنہٕ کاہہ یا پٕژھیٚس تہٕ میٚنے ہیوٚہ ژھیٚنہٕ کاکھ ۔ کیٚر ژھُ یتہ اُرتس تہٕ یزٕتس سیمارس مشٕرٕ زھری لم تھوان ۔ کیٚر ژھیٚنہٕ کُنی مشٕرتہ کیازِ اگر آفتاب ییٚن تھٕرٕ تہٕ وُشینٕ بنٛد کرٕتھ پیٚنٕ بجر گنٛزرنہٕ بیہہ تہٕ زٕنٛد روزٕنُن گژھہ کرٕ لوکھٹ تہٕ اگر زٕ وٕن ییٚن گاہہ وُن موکھ تھٕرکھرتہ وُژھینہٕ بہٕ بہ گژھہ پٕژھہ راژٕن بنٛد اَنہٕ گوٹ وَلہٕ نال ۔ کیٚر ژھُ سُہ شُنٕی زٕ وٕرینٛمی عزازٕ تلیس وانٛنہٕ واوٕن پنٛدِس عبادتس پھیش دیتُ ۔

---

ژیٚتھ زٕٹس گورٕ تہٕ تلرٕ س ما یٚژھی

ژیٚتہ علم تلس روٗنہٕ ٹنٛس وُچھ

زٕبنٛہ پاری جانہٕ قدرٕ آژٕ ے

ژیٚتہ روٗسس کونٛتہ توری رٕچھ

شیخ العالمؒ



**YATH ADIM WANAS MANZ**
In this human jungle
A collection of essays
In Kashmir By
Syed Rasool Pompur

اصلی ناو :- سید غلام رسول ابن :- سید غیاث الدین احمد
قلمی ناو :- سید رسول پونپر زاسِتھ :- مارچ ۱۹۴۰ء
زاجاے :- حسن پور تانڈی پرگنہ، کولگام تحصیل
موجودہ سکونت :- صدف، سیکاپ روڈ بجبہارہ کشمیر
تعلیم :- ایم۔اے۔ فارسی، کامل کشمیری، منشی فاضل (کشمیر یونیورسٹی)
تہ ادیب کامل (علی گڑھ) تصنیفات :- ۱:- گیو گیتھ (۱۹۶۳ء) شعری مجموعہ
۲:- سفیہ سنگر (۱۹۸۲ء) ۳:- باوتھ تہ علامتھ (۱۹۸۲ء) تنقید تہ تحقیق
۴:- نزاں دار (ناول) راجندر سنگھ بیدی سند اُردو ناول "ایک چادر میلی سی" یک کاشُر ترجمہ (۱۹۸۵ء) ۵:- شیخ العالم کے سید خلفاء (اردو تحقیق) ۱۹۸۹ء ۶:- کاشرس منز طنز تہ ظرافت۔ شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

سنگر پبلشنگ ہاؤس
صدف، سیکاپ روڈ بجبہارہ کشمیر